


کاشُر شارٕ سومبرن






وِجے ساقی

کتابہٕ ہُند ناو —— پاردٕ پوش ۔

مُصنّف —— وِجے ساقی ۔

چھپن وٕری —— ۱۹۹۸ سنہٕ ۔

پریس ——

سرورق —— محمد یوسف مسکین ۔

کتابت —— محمد اشرف ٹاک ۔

تیداو —— پانژھ ہتھ ۔

قیمت —— Rs. 125/00



# انتساب

تمن

آشن

ہٕند

ناو

یِمن

زانہہ

پھُلے

لگِہ

نہٕ.......!



# ترتیٖب

# گوڈٕ وٕتھ

تتہٕ گو واریاہ کال یَنہٕ مےٚ سُترٛ ووت کران زِ بہٕ چھاپہٕ پَننٕہ شارٕ سومبرن ــــ مگر یہٕ منصوبہٕ ہیوک نہٕ ڈٕلِ وٕلِ بامل یتھ ــــ اَمیک بوٚڈ وجہ اوس سُہ بُنیٚل یمیٚ کاشرٕی آدرٕ وٲرٕ کرٕی۔ لارٕک لگٕو دارٕ تہٕ دارٕک لار۔ مےٚ یہٕ کینژھا لیٛوٚکھمُت اوس سُہ تہٕ ہیو کشیری۔

پَتہٕ میٚن دوٚن ترٛین وٕریٚن منز آیہٕ واریاہ نٔو کتابہٕ بازرس منز، یِمن منز کیٚژٕ شارٕ سومبرنہٕ تہٕ چھپیٚہ۔ مےٚ تہٕ گنٛو کتاب چھاپہٕنک خیال۔ یتھہٕ کُنہٕ وٕتھ یہٕ سومبرن چھاپہٕ نَس دَس۔

یہٕ کتھ چھپہٕنہٕ مےٚ ضٔرۄٔرۍ وَنٕنۍ باسان زِ یہٕ کینژھا مےٚ یَتھ کتابہٕ منز شامل چھُ کوٚرمُت تمیک نمتھ فی صد حصہٕ چھُ ۱۹۹۰، پَتہٕ لیکھنہٕ آمُت۔ دوٚں گو اَلہٕ غآبے کانہہ پرٛوٚن شار بیترِ

یاد پیوم سہ تہٕ کوٚرُم شامِل ۔

مےٚ ووت ووہٕ نۍ اَلہٕ پَلہٕ وُہ وٕری گَژھنگراے کران ۔ گوڈٕ گوڈٕ چھپیوس بہٕ امر سنگھ کالجہٕ کِس "لالہٕ روخ" تہٕ "شیرازس" بیترِ منز ۔ "سون اَدبس منز تہٕ رُودُس مُختلِف منز چھپان ۔ کینہہ نظمہٕ سپَزٕ ترجمہٕ ۔ یِم ترجمہٕ چھپیے "سَم کالین بھارتیہ ساہتیہ" تہٕ "اِنڈین لٹریچر" ناوٕکین قومی رِسالن منز ۔

شاعری منز چھُس نہٕ بہٕ کُنہہ تہٕ وِشیک طرفدار ۔ نہ چھُس بہٕ جدید تہٕ نہ قدیم ۔ کٲشرِ نیرنہٕ پَتہٕ وُچھ مےٚ دیدہمان "سماجی قدرن" ہُنز سوٚ مندمدٕ چھلہٕ چھلہٕ پیوان ۔ ییمہٕ کِس سایس تَل بہٕ پٔزٕ تھیوس تہٕ پھانپھلیوس ۔

مےٚ پیٚہ کم کاسہٕ لیوکھ تمیُک بُنیاد چھہ میانۍ تجربہٕ تہٕ مشاہدٕ ۔ بہٕ کوتاہ چھُس پننین تجربن تہٕ مشاہدن شاعری ہُندس قالبس منز تراوِنس کامیاب گومُت تمیُک فٲصلہ کرُن چھُہ اَدب شناسن تہٕ نقادن ہُنز کام ۔ آ ...... اَکھ کتھ ہنزکرٕ ضرور یاوُنہٕ زِ تگمنگری ہُنزِم نہٕ کام ۔

وجے ساقی

نۆو دِل

یکم جولائی سنہ ۱۹۹۸ ء

کھوٗنہٕ کھوٗنہٕ شُنٛز ما لَلہٕ وان آسکھ
رُدٕ جٔری تاپُں چھا وان آسکھ
پرأنی سِر بینٛیہ باوان آسکھ
پٔپے چھُم دوٗکھ للہٕ ناوان آسکھ

آدمٕو وَن گو ہَنہٕ ہَنہٕ زیٹھان
لولہٕ وُژن یُژٕ ناوان آسکھ
بہٕ تہٕ چھُس ہأرِتھ زارٔی بِہتھ دوٗنٛ
کُسٕ چھُے کس وَنہٕ ناوان آسکھ

شِیٚنہٕ نُبس اَنہار چھُہ نارُک
اَنہٕ گٹہٕ دوہ اَبساوان آسکھ
ہتٕو کوٕ دیٖمتُت شاپھ شُہَن چھُے
وَن چھٕپہٕ ژھین لیکھ ناوان آسکھ

واوُک شِی شِی قادٕ چھُہ موٗچھ منٛز
تھاوان کیا نہنا واہان آسکھ

○

اَسہ تازکھ نب گُنزرو و تہٕ پٲکی
اَسہ کھو نہٕ کھو نہٕ دوکھ لَلہٕ نوو تہٕ پٲکی

یینؔلہ شووے نارٕ زج گیٖہ ہرشوٗ
اَسہ خونہٕ جِگر چھِرکوو تہٕ پٲکی

یینؔتہٕ نوٕسرٕ نوٚو تاریخ لیوٗکھک
اَسہ پان کٔنِن پَتہٕ چھوو تہٕ پٲکی

یَس زاے تمُس گیٖہ ماے مِشتھ
وونہٕ زول کتھو منسوو تہٕ پٲکی

ییٚؔلہ سیرِ لبَو ہیوٚت نار برٕہُن
اَسہ گامنگ گامنے ترُوو تہٕ پٲکی

○



وُسی وُسی یِن دیوار دوٗپُن
کتھ کرنَس چھُنہٕ وار دوٗپُن

گٹہٕ زُلی گاشی روٗٹمُت تَل
تھایہ گومُت شہجار دوٗپُن

اَکِہ اَکِہ ژُلُ بتم پٔرِیَن سیتی
ہَنگ کُنھہ شونگہٕ شَہمار دوٗپُن

أندری شروٗپرُم وبہہ بییہٕ گار
شپنہٕ بُنِس گَنڈِ نار دوٗپُن

نلہٕ ہُند اوےُ پَن یَینہٕ ژوٗٹ
سونتَس رَتہٕ پھَموار دوٗپُن

ہرَدِس زردی گاگٕرٕ ناٗلہ
پیٹھہٕ وُن ناروٗنار دوٗپُن

اَچھرَن چھُہ وونَدے ژھوٚرتہٕ ووذٕ کتھ شارکروناو
گٔنٛڈ پرأنۍ گٔیندَن ژھایہٕ گٔبتن ژأنٛگ ژٕژھوراو

میٚنے راتھ زہرچوٚ تہٕ میٚنے ہیوٚت سدٕر کھوٚن ووٚنت
بَدلاٚوی دوٚہے روخ میٚنے توٚے چھُم نہٕ کھینے ناو

سُدرس چھُہ ونُبر وَچھ تہٕ ووذٕ کتہ تریش چھےٚ کاہنز
اِظہار چھُم رَتہٕ داگٔوی یہٕ زَن آچھہ گومت داو

مَرنَس تہٕ زہنَس کیاہ چھُہ مانے سوٗنٛچ ہَنا سوٗنٛچ
سَتہٕ زاوِیُس گو راتھ مُرِتھ تَس تہٕ ادسا ناو

ژٕہی وَنتہٕ پژوُتھ کیا ژےٚ ٹکہٕ ٹکہٕ تو تہٕ ٹکُن چھےٚ
بے مانہٕ مُرن سون لَسُن تو تہٕ کران کراو

نَظرِن نہٕ منزل ویلوٚد امارے نہٕ سأدر وار
یاوُن چھُہ منٛدِنی ژھُہ تہٕ اماسوریہ کَس دراو

یاگوٚژھ نہٕ گوڈے روژہٕ گٔٹہن گاش مٔنگُن
یاگوٚژھ نہٕ مَنٛدٕ ژٕ گاش سُلی رٲسی گرٛژھُن

احساسٕ وَنس مَنٛز چھُہ گوٚمُت تھامہٕ سَمے
یاگوٚژھ نہٕ توٲریخ ورقہٕ ورقہٕ پَرُن

اَز شامہٕ بُرونہہ گوٚٹ چھُہ اَسان ژھالہٕ دِوان
یاگوٚژھ نہٕ سِریہ راتھ اَتھس مَنٛز ہینی بِگژُھن

شُنز آکھ وتَن ہُندی چھہ وۄد شیٚراچی چھے ژھٕٹے
یاگوٚژھ نہٕ وُچھس پَردٕ تھٔوُن دود گھٹُن

ہے عانہٕ وُچھن والہٕ دِلن ژٕن کرُن زان گوناہ
پَرمیون بُتھ زانکھ ژٕ رٕچھن مانہٕ پَرُن

شیٖنہٕ شہر بیٚیہٕ دَزٕ وٕنۍ راتھ
یَتھ شہرس منٛز کوٚسہٕ زُوٕ زاتھ

ساٲرۍ بُستی اَنٛد ہیتھ دُزٕ
نارٕ ملبکھ کھٔشتہٕ پرزٕلے رات

گوڈٕ پدپدٕ وٚو دہہٕ بییہٕ گار
پَتہٕ ہیوٚت ژھارُن اَبہ سقراط

وَن وَن گومُت ہَنہٕ ہَنہٕ راٲسی
وۄنۍ کتہِ نَس کانہہ پَرِ کلمات

تارکھ نَب گو اَنٛد ہیتھ غاٚلب
اَنہٕ گٹہٕ کارا ٹُکہٕ اَرسات



کتھہِ زَن آہنہٕ وار وَنوکس
دَم پھُٹ جانا وار وَنوکس

سپکہٕ لبو بینیہ ہن کاڈھُہ کوڈ مُت
رَتہٕ سڑی کم شہجار وَنوکس

سریس پھٹمٕر لاے چھے ششرس
زُونہٕ گِنڈ دُکھہ ٹکہٕ تار وَنوکس

بونہٕ بَلَن گو یاوُن اَڈکھہو
وَن چھِنییہ گنڈ وُنی نار وَنوکس

حرفس احرفس وونہ مُہنڈریومُت
ژھینہ ہژ سازس تار وَنوکس



ژٕسِیے مِیٚے وۄنتھم بہٕ نۄٚیٕ عذاب دِمے
بِم سے مِنٚے گٔلِہ ہیوٚ کھ دِم گوٗلاب دِمے

ہرد گاہِ کوٚنگی تیٚہہ دَم
سونتہٕ وادِچ کِتاب دِمے

پاپھ گوٚبٕ گیہٕ تہٕ تارٕتکھ یوٗگن
وٗمبرِ ساگٕم ثواب، ثواب دِمے

تیلہٕ سٕرکن پوٚکُس بہٕ نَنہٕ وۄزُے
آکھ زُٹھرم وٗچھم سِیٚے خواب دِمے

شبنہٕ شہرک شُٹھن سِیٚے چشمن موٚتہ
تاپہٕ صُبحک شُہ آب و تاب دِمے

لیٚوکھمُت چھُن گو زن برِ یاوُن
لیٚوکھمُت چھُن ووٚنۍ گرِژھ مُشراوُن

برِمجِ کلُین تَل نَوٗل شَبنم ہُند
تارکھ نَبَس پیٚیہِ نوَرِ واہراوُن

بوزان چھُکھہٕ تم رأژ وۄنے گٔیہٕ
شاید پیٚیہِ ووٚنۍ نَبَس اَلہِ راوُن

شور نبَس مَنٛز نارِ تیمبرِ چھُم
آدم وَن پیٚیہِ ووٚنۍ مَنساوُن

تَتہٕ زَن خوٗنَس رنگ بدلیوٗمُت
یَتہٕ پیٚٹھہٕ شُری ہیوٚت شُرکتراوُن

لولکُے برہے ییٚتہٕ ہانے ہتہٕ
پیٚٹھہٕ مرگس زَن آمُت یاوُن



کَتھِہ کَتھِہ پیٹھ ییتہٕ زیٹھبونیاے
کِنہٕ ہے زن کانہہ کِنہٕ کَس ماے

ساَری چھا گاٹہتی وَنہٕ واس
ووٗنی کتہٕ ژھَانڈن یاوَن راے

نہ چھُہ کُنہٕ وَتہٕ پوٚد نہ چھُہ کانہہ نیب
ووٗنی چھُنہٕ باسان مۄکلن پاے

لوٚہتی آلو گاٹہتی راَسی
نیٚشہ بوٚوی شُری وَچھ ترِٹان درائے

پھِہ پھِہ کرٕ ووٗنی لُکھ کرلیشان
سیکہِ صحرآوا پیٹھ تِلہ کرائے



"یُتھ ہیر کھوٗتُس تَتھ ژھیبہٕ گوٗ گاش"
میٚہ ژُ زَمنس لیکھت کُٹہپاداش

ییٚتہٕ آدم آدم نٔحقے کٔرکھ
نیٚتھ شہرس مَنٛز ژھٕنہٕ آدم گاش

ییٚتہٕ آدم آدمی زتہٕ کَرٕ ٹیوٗک
تَتہٕ ہیٚنز گرٕنہٕ گوٚو انصافس تراش

کیٛتھ کرٕ کرٕ چھیٚنے نہٕ کیٛتھ موکلاے
اصلیٚچ کنٛتھہٕ کُس کُڈٕ وۄنی واش

شاعر کَتھ کر مانَو پوز
پگہچ وۄنی چھیٚنے نہٕ. بلکُل آش

وے مانزِ نَمَن ییٚتہٕ پیٚمژ ہاے
زتہٕ سُری زتہٕ سُری گو آکاش

○

اُچھ منز ینہٕ اُچھ ترآوِتھ ڈرایکھ پتہٕ ما پھیرِتھ آیکھ زانہہ
آبس کیا کیا لیکھت ڈرایکھ پتہٕ ما پھیرِتھ آیکھ زانہہ

دآنِسہٕ بدلو پتہٕ پیٹہٕ ہمکھہایکھ کتِہہ ماتھوُوتھ گاُنسی وار
اکہٕ برزنزِ کے ہتہٕ کوٗت تام ڈرایکھ پتہٕ ما پھیرِتھ آیکھ زانہہ

گاشس ڈنی دِتھ ونہٕ ما آیکھ وَن ودہٕ کتہٕ نس تھاویکھ نیب
ژیپھ دِتھ کتھ تام وَن چھپہٕ ژایکھ پتہٕ ما پھیرِتھ آیکھ زانہہ

ولس بٹی زن کوٗرتھم چھایکھ ہردس نوِ سرِ پھلی ننہٕ پوش
پتہٕ سنی زن وِج وولیایکھ پتہٕ ما پھیرِتھ آیکھ زانہہ

○

بِلہٕ شُری گاٹہٕر رٕو پٕہ بُترات
نہ چھُہ کُنہٕ امرٕہتھ نہ چھُہ سقراط

گۄٹ گۄٹ سورُے دٕہی گٹہٕ کار
کَتھ کِیُت وٕرٕ دَن کو سہٕ نَتہٕ راتھ

کَتھ وَن سأرٕے کَتھِہ کَڈ فُٹ
یہٕ سورُے مانیہ وٕہرات

اَنہِ گٹہٕ گاشس وَچھ گُوران
تَنہٕ ہے ہُنگہٕ یتہٕ کَیُٔ گونمات

دِتہ بیہٕ تہٕ دِتہٕ بینہِ بالک وأنس
بُجرک ژٕترُم اکھ اَکھ ساتھ

وأنسو پَتہٕ اَسی اَز سمکھے
وَن تَنہٕ پیٹھ کیا گٔیہ حالاتھ

سوںہٕ سوو شہ پرٕنۍ خابہٕ شہر چھُم نالٕہ اچھن
وُنہٕ یادن ہُند اَنہور مژر چھُم ناٲلی اچھن

گوڈٕ آبہٕ مَلر ہوہہ رایہٕ ژوٚلُم اَدٕ وُزنم کتھ
رٕسہٕ آرٕک سوٗرے شور تِنزٕ رُ چھُم ناٲلی اچھن

وُچھ سونٛتھ تہٕ یٚیتہٕ تَتہٕ آسے امالوٚز یاد چھُیا
تَمہٕ ہر دُک دَزٕ وُن ویٚہہ تہٕ زہر چھُم ناٲلی اچھن

یہٕ چھےٚ اَزلِچ مِلہٕ وَن نَتہٕ اَسہٕ دوٗر بٕرنال وُلتھ
وَق دِہتَن پھِری پھِری ورتہٕ سیٚزر چھُم ناٲلی اچھن

ہَنہٕ ہَنہٕ چھُس چھکِرتھ کاڑ مےٚ سوٚمبر تھٲزیٖ کیا
دَزٕ دَزٕ چھُم دَزنےٚ سُوٗرٕ انبر چھُم ناٲلی اچھن

○

صُبحٕچ شفقت شاٮ۪چ شہلتھ کُنہِ وزِما ژٕے باوی راتھ
اُنس کُن پٔنہٕ بُتھ کُنہ وُچھِ ہم آنہٕ چھُہ آنہٕ یہ ہاوی راتھ

سٕرکن یکہٕ وُن اکھ سا لأنیا ژھاران آبس کمیٕ کیا لیوٗکھ
کُنہِ وِزِ کانہہ زَن یٔرھ کتھ باوی لولہِ ماینہٕ للہٕ ناوی راتھ

سوٚنتہٕ ژُلی زَن نیندرِ ژٕے ساوی آخرا کہ دوہہ ییٚتہٕ وٕہراتھ
ژٕھی ژٕھی ہوٚٹک لوٗئ بِسر باوی مُژرِتھ اَدٕ مُژراوی راتھ

لوٚسَس چاٗنس زَن اَزٕ ماوی ہاوی کُنہِ وِزِ پٔننی ذاتھ
لوٗت لوٗت کُنہِ وَن چھُپہ مَنز ساوی یٔتہٕ خوابن مُژناوی راتھ

کنبرٕچ وگ زخمن نہناوی مُژرِتھ ہاوی پٔننی ذاتھ
آرٕ گرٕ زُن اَدٕ کُنہ شیچھو باوی ہتھ نَنہِ کو چھُہ مَنز ساوی راتھ

اوٚرٕ زُوٚنِ ہُند جنگُل دزٕ رٕوٚوتھَن
پَتہٕ ژٕہ اپاسے ژٕے کتہِ کتہِ ژھورتھَن

بے ہسی ہُند دود دِیتھم وارٕسَن
بینہِ شُہن ہُنز دگ ہَنا ژٕراوتھَن

صُبح پھوٚلنَے سِرِیہ کَتھ پیٹھ گووہ دآسی
گٔرزل وَقتَن گاشہِ تارُکھ سوٚتھَن

اَز اَچانک ورقہٕ وَرقے گو وجود
بیٹھہ اَتھس پرٕتھ سینز رِکھا نہٕناوتھَن



وأناکہ وَتن ہُند تاپہ شہَر چھُم بُتھہٕ پشیان
ہے زندگی ہُندو وہ ندہٕ مورزہر چھُم بُتھہٕ پشیان

تمہ ناگچ تریش چھےٚ بُزہٕر سکہ کُس ہیکہٕ ہے چیتھ
کم ناگ تہٕ ناگکی آبہٕ مَلر چھُم بُتھہٕ پشیان

اَکہ وأنس گیٚم بُتھہٕ وُچھہٕ ہَن یُتھہ انسان وَنس
تمہ لسہٕ نُنگ ہاوُس پرؤن ژرر چھُم بُتھہٕ پشیان

ژبوٚدٕ ژیوٚدٕ چھُہ زمان پُرتھہ شےٚ چھےٚ شروکان زُن پانس مَنز
شنہٕ سوو شہر اَمہ شہرہٕ قہر چھُم بُتھہٕ پشیان



تِلا کانٛژھا پرٛژھو میانِس امارس
اُمِس کیٛنہہ پوش پھٔلی ہیٛو انتظارس

گِندُم لوکہٕ چارکین خوابَن وَنُن بیہُٹ
قرارن سوکھ دِیتُم کر بے قرارس

یِمَن پوشَن اَندر اَنہار تمُی سَنَد
پُتنی اُچھی چھَم وُچھان چھُس نوبہارس

قُمری کوتر چھِہ دُری گنٛڈی گنٛڈی گیوان ہُرُد
وُنُن چھُم باغ یارس دِل قرارس

تِلاکلہٕ والہٕ دِم نار لونٛٹھو مَنس
پیٛگاہ آوے نہٕ کُنہہ پھِکِس بہٕ پرٛارس

○

تیلہٕ آسۍ ٲکھ ییٚتہٕ چھاواں سوکھ
وٲنساگیہ وہتراواں دوکھ

کاکھ مۄرِتھ کٔرکہٕ ناد وَژھوو
کاکنۍ مٔرِ بتہٕ کٔس ہیٚیہ دوکھ

یِم ٲکھ ژٕلہٕ رٲوِکھ کَر تام
یِم چھہ لَباں دوٕنۍ ہیٚٹھ ہرموکھ

تمۍ پٕرژھ وَن وَن رووُے کیا
دوٚیمس ہمَدردی پٕرژھ سوکھ

پھِرِ پھِرِ دونمکھ منٛے ہاگرِتھ ترلیش
بَڈِ ہٕٹہ دوٚنہم ہوکھ با ہوکھ

دَم یِھٕٹۍ وَقتن کوٗرمُت چھُس
دِل مۄژرٲوِتھ وُچھ توم چھوکھ

کُتھ چھےٚ سونچ مانے ژار
چھاوُن بیٚیت چھےٚ گُنڈی سبزٕزار

گاہٕژ کتھ گیہ بادام وآر
تتھ پہو شہرٕک زٕلہِ وُن نار

یوشُن ووٗنی خوشبوے رآو
چھاوکھ چھپاوکھ چھاو بہار

سونتھ چھُ ووٗنی تہٕ کالک پوٗژھ
ووٗنی چھُ پٔزٕر دوٚ دوٗ ژٕلہِ لار

شاید تہ ہے چھو وچھمت سونتھ
وُنہ چھُو چشمن یوُت خمار



تمۍ لیؤکھ تارکھ نَب بیٚنیہ گاش
تمۍ لیؤکھ اَرمانن اَشہ خاش
ییٚنۍ سورُے گومُت وُٹھو واَنۍ
پۆز پۆز وَتھ وَتھ ڈولان لاش

ہتۍ لیؤکھ وَتہٕ وَتہٕ آب دوٚشن
ہتۍ کھۆکھ دِتھ وۆن آبَس ناش
پۆز پۆز وَن ساکھۍ کیا لیؤکھ
کمۍ لیؤکھ شوقَن اَزِ نَے ناش

مہرازَن نہ ناَوکھ ماَنز
مہرہٕ جامَن ہیٚتِھ بے تراش
گامُک گاہ دَم پھُٹو راتھ
یارِ وَنَن پھۆرمُت آکاش

ہَنہِ ہَنہٕ مَنہِ چھم دَگ تیلان
بۄزُم تیلہٕ اَسی لُکھ وۄلسان
مِیون مَرُن چھُی پۆز پوز وَن
وُنہِ چھُیہ کُنہِ چیزُک اَرمان
تاپِچ بوے چھِنے نہٕ یَتھ شہَرس
شہلِس منٛز چھہٕ نہٕ لُکھ شہلان
دۄہدِش کاتیاہ بُھتھ سمکھان
وے کُنہ وِزِ وُچھہ ہَن اِنسان
قبرو منٛزٕ بِھتھ کرِتھ وۄنہہ
بد رُوح وَتہِ وَتہِ پَتہٕ دوراں
ینیتہٕ کیہ ہرسُو چری گُگیش شور
کُنہِ ما تھنہٕ بِیُوَ نۄو بھگوان



پَدٕ پدٕ ہرٕدُن تَرٲوٕے     ژٕاپھ
پِن ہرٕنَے لَبِنجہ گومُت کراپھ
شِنہٕ اَسمانَن اَسہ وۄل نال
وٲلنسا گٔیہٕ ووٕذ وُچھٕنَس تاپھ
بُتھہٕ زَن چھَکھ ازووٕ شلانہٕ ہش
کُس سمکھہٕ وُوُے کَتھ وَن صاف
نہٕ چھُہ بل کربٕنُے نہٕ چھُہ نولاے
نہٕ چھُہ تھَل رُوٕنی نہٕ چھُہ کانہہ واپھ
نہٕ چھُہ کانہہ ووٕ رُے نہٕ چھُہ اَستان
نہٕ چھُہ کُنہٕ موسیٰ نہٕ چھُہ کُنہٕ قاف



○

لَلہٕ وُن دۆپتھم زَلہٕ وَن نار
ژُھرِتھ تھأوِم نوٗرٕ شہجار

خوابَس مَنزلہ گژھِہ اکھ رُتہٕ راٹھ
وأنساگَیہٕ وِہتراوان نار

اُندرِمہ داڈیک کَس لگِہ پیے
تُھہِ چھیُس باسان بختاوار

تِہٕ گامَن وِتی بَرٕہن تارٕی
یتھ اوس لأرِنِس وُٹھہِ مُکہٕ جار

سٹرکہٕ چھہ سمبکو آکھ کھنِتھ
میلہٕ پچِن گومُت لُرٕ پار

بزرس بزرس کنتھ لبدِ ربار
بُتھ سوٗنتس بُتھِ پیٹراں نار

آدمی وَنہٕ مَنٛز کتھِ انسان
وہٕنی کتھ کیٚیت گنٛگراوشار

ژھایو گرایو کنی چھکھ ژِے
بُتھِ زن چھی بدلے انہار

تس اوس ماگس نار وُہان
تس آس لاٗنس ہارِے ہار



O

وَنہٕ ہے یارو دِلکےٚ حال
زِنٛدِ روزُن گوٚعاًنہٕ ممال

بہٕیلہِ کرٕتَس نِش لۆپُلح کَتھ
تَس گیہٕ اَسہِ کُن وُچھہٕ نَس گال

مَنٛدٕ نین اَنہِ گوٚٹ گَتھ ماران
دَھرماکرٕسا ژوٚنگا زال

ژٕلہِ چھُہ نہِ کُن ژٕلہِ نَس وار
پَتہٕ چھُم چھَمبٕ تےٚ نِتھِ تھوٚدِ بال

اَرتھی گُڈی زبوٚس آنگنہٕ مُنزِ
گَامَس گامس شَنہِ شُیٹھ حال

جیوانَن ہِنز نزرآوِ دکتھ
اِنسانَن بیتِہ لاگان نال

سورُے دُنیا شورِ اَنبانہٕ
ییٚنہٕ شری تج دِن مارَن ژھال



○

وُتھر وٚتھر سوٚمبرِ تھ شہجار
ژھٹھ ماکڈِ وۄنی ہر دُن نار

ہوٚکھی ہتی کلُی آسی ہُتی مَنٛز
کاڈ کڈِتھ اوس گرِ شہجار

پھر کہٕ ژٕنی کوٚل گیہٕ سدرس مَنٛز
ژھوپہٕ گیہٕ سدرس کوٚل سرشار

تاپُلی شہٕرکی باوِرٕ لوٚ کھ
وۄژھ وۄژھ چھکراں وۄنٛدٕ شہٕتیثار

ژٕتہٕ چھکھ پرانے تارہٕ ترٲں
بُتہٕ چھکرِ تھ چھس گتہٕ موکجار

o

گُکہ ارسا تھا قبرستان
وۄسہٕ کِتھہٕ آمُت گرد وغبار

وُنہٕ پدٕی تامتھ گاٗمتی غاٮ۪ب
وُنلہٕ ثبَس پھوٗر ڈٕہی گٹہٕ گار

O

○

ژٕٔیے دٕوٚ ژھم نا بییہِ انز ماو
میے وٕوٚنمے گژھ گژھ مُشراو

واوِ طُفانا وِچ وولان
تو پَتہٕ ترأٔوِتھ وولرس ناو

مأے محبت بیہِ ایخلاص
گژھ بیہِ اندکن دَگ شہلاو

گاشہِ مندبن وُچھ آچھ گوٗمت
آنہِ گٔژھ اَنہِ گٔژھ واوے واو

مودَن لاگِکھ توٗی وَردَن
شادبن موٗتن باگی آو

گۄٹ گۄٹ دۄہ بیٚیہِ ناٹیٚچ راتھ
خوٗنی نب بیٚیہِ سِکہِ صحراوٗ

راتَس مۄنگنَم مندِنیٚک سۄکھ
مَندِنین وولبو گۄٹ چھٹکراو

اُچھی مَنٛز زُژھرم اُشی دٔریاو
ہَنہِ ہَنہِ ژُرِ وُپُم سِکہِ صحراو

گَتہِ ئِس چھُکھ اَسہِ وَن سانیب
تُہِن اَسِہ وِیُت بس چھکراو

O

اَندری رَچھتکھ سنتھ سمسار
زگتس گومُت شورِ اَمبار

ہے متہ وَنتم پگہ پہ کنتھ
اَزلس لیکتھ چھم لرِ پار

راتکہ شبہ تمیٔ کرتل تجُ
اَزشبہ زَن دِینتم ہشیجار

یُوتاہ دِل اَسہ وُوسی اوس
تمہ کھوتہ سوٗن اوس لولہ جہار

پَے چھم گاٹمک رَکھ چھُے نالی
شہرس لوٗگمُت اَندِ وَندِ نار

اَنہِ گٹہِ کوُران رۄتلہِ وَچھ
گاشَس زَن خوٗنی انہار

یتّیہِ اوس برٛزرہے شہجار
ووٚنی کوِ بوٗنبن پیٹران نار

شِنہِ باٗلن چھک موٚلمُت سوٗر
ناگن وُزِ ووٚنی شورِ اَمبار

○

O

تمۍ لیچھ تمبرٕ ہلم ہنتھ رات
تمۍ لیوٚکھ جانا وارٕ ہنزٕ وات

تمۍ لیچھ زٕتنہٕ کیمبن وٕہرات
تمۍ لیوٚکھ چھلہٕ چھلہٕ پلیٚیہ مُترات

لیوٚکھس برٕمجہٕ گُلبن بیٚیہ زوٗل
لیوٚکھنم اَنہٕ گٹہٕ کرٕتھ سَتہ رات

دوہلہٕ بہٕ کارَس بارَس گیہ
اَکھ اَکھ برٕزٕ چھم کوٚران رات

دوٚہس نبہٕ وٗندی متھہ وۄہ شلان
دوٚہیم پے گھر گیہٕ گوٚ [illegible]ات

ژامن ژٕرِ زن مُترَن غمَ
پَتہٕ بتھِ ژکران اکھ اکھ ساتھ

یِنٛہِ کھس خوابَس کیا تأبیر
یِنٛہِ کھنم خوابِ پھی سوغات

○

تاپکی ٹیکی پوٗز وۄنہ شِتھنبار
شِنہِ اسمانَن پیٹران نار

ہَنہِ ہَنہِ چھکرِنہِ آمُت دوہ
ژٲژن پیٹھ پیٚوٚ مُتھ دوٗگنیار

خایَس مَنٛز بیبہ وُچھکھ رانٛہ
وُنہِ اوسُے مہرینہِ اَنہار

سوٚنہری وَردن گو رَتہِ داوی
مہرازَن کمیٚ گینٛدِ ٹِکہِ تار

وَم پھٹی اوٗند پوٚکھ شِشرِنی زاٹھ
تارکھ نَب پیوٚ وُسی یکبار

گٔہے چھُہ رٕہیل سِرِیہ شبس لول بران!
گٔہے چھُہ تارکھ نَب تہٕ دُوہس زول کران

گٔہے چھُہ گاش زٕنتہٕ دوٚہلہِ نبز ستّان
گٔہے چھِہ لوکھ علامژن لول بران

گٔہے چھُہ کُنبز زِیر دِوان زیرٕ وبمس
گٔہے چھِہ پوش پھٔلتھ سوٚنتہِ سُلی ہران

حرفس حرفَس مانے روو
بۄرگس بۄرگس بَن وۄزلوو

شُری گٹہٕ پانَس پانَس راۄنی
اسی کنس وَنہٕ ہو اَسہِ کیاروو

ہَنہِ ہَنہِ بُم سٹکی لبو شرۄپراۄی
بینہِ تمٕ اوُے پَن اَبسوو

دۄہلہِ سُہ چھٹکرنہٕ آمُتاوس
شامَن پیتھ تمٕ دۄندشیلہوو

O

أۍ کَس وَنہٕ ہو اَسہِ کیا ژول
شوتن ییٚرٛ یُوم تھٕرِ بیٚھ اول

گرِ اوس لوکہٕ چاژک احساس
گرِ اوس ہمدردی بینہِ لول

نہ چھےٚ کانہہ شیرین نہ چھُہ فرہاد!
نہ چھُہ مَس مُژرُن نہ چھُہ یَنہِ دول

خوابَن ہُند تاثیر مہٕ پرٛژھ
خوابَن چھُنہٕ ییٚتہِ مازن وول

مئہ تہٕ وٕنی نمین ساری دٲے
زہر چینس کتھہٕ برٕہا وٲے

بُتہٕ کتھہٕ رچھہ ہا ہاوس کانہہ
سونتہٕ سُلی پئیہ پوشن ہاے

وولہٕ وُچھ وُچھکھا ہیونے حال
وولہٕ وُچھ للہٕ ونی چھم تلہٕ کراٹے

کَر ساٗ بنٛد ہم دروازٕے
دیو گرٕتھ ہے یئتہٕ برٕنز کھنڈژھاے

قدمس قدمس تیلان دگ
نفظس نفظس پھٕٹرٕ مٕژ لاے

وَلہٕ چھےٚ کاوو خوٗنِ جگر
دِلو ییٚتہٕ شہلن نارٕ شہر

اَکِہ اَکِہ زالَو پَنٔنی مۄرٕ
گاشا پییہٕ بَنہِ گاشہِ شہر

یِےٚ چھنہٕ کَتھ طوٗفانَس کیٚت
تھوٚوٗ چھُم تھوٗوٗمُت پَنٔنے سَر

سوکھ گے یریا کھسہ نازانہٕ
راٗژو کوٚر بے وایہ قہر

سٔمین دیٚت ژکہٕ ڈُلہٕ ڈُلہٕ گے
بیٹھہٕ ژوٚٹ پانٔے پَنٔنے سر

ہُمہٕ شہرک دِژ بَڈٕ ہَٹہٕ گرکھ
ٹھہراوکھ زن کَتہِ نَس کھور

# تضمین

شامُرن دوٗ شیٛلنو وِبرٛیوٗر قص کوٗر وِگنیو ونو
"کامہ دیوِ ییٚنہِ شامہ پٔتۍ سُلہِ بأگرأو کھ اشتہار"

شولہٕ وُن نبہٕ دوٚندسے صُبحک گیوان ووٚتھ آبشار
ہاوسو دیُت چاکھ جامٕن یام حُسنس کھوٚت خمار

بالہٕ کوٚلہٕ روٚنہِ گوٚڈ مُژری ہرنو تہٕ تھوٚو پیرن گنیدن
بلغ چھاونہِ یام ووٚتھ پمپوشہ پادو بالہٕ یار

آنہٕ ہُنگرن یام شروٗنِ شروٗنی یأرۍ کوٗر سنتور شونگ
رقص کوٗر نوٗرن تہٕ پھوٚل نوٗہرِ کانس شالہٕ مار

یتھ نہ دزیہ کھارکھ ڈیکس مستانہٕ متہِ لوسم وجوٗد
چاوسن نارپو ٹھو چشمن اندر چھے کیتھ خمار

تر کھٹکارس اندر وُشنیر چھم بس یاد چھانٔ
چھم یتے سرمایہِ ہاوُن چھس اوسے سرمایہ دار

# نظم

اَز کُتھ پیٚنٛڈ چھک وۄ سہ ہِش آہٕز
شینس ما اَز شاپھ چھُہ ژوٚلمُت
کرہِنس اوٚبرَس نار چھُہ لوٚگمُت
ناپِل دۄہ چھا بیٚیہ وۄلسیٚومُت
آرن چھا بیٚیہ وۄلُن ہیٚوتمُت
رۄو کرنَس ما ٹھاک چھُہ وٚوتھمُت
سالہٕ متیٚن ما مالہٕ چھُہ لوٚگمُت
اَتھ کادِس پیٚنٛڈ گرٕز چھا وٚوتھمُت
لُٹہٕ تارکہ چھا چھٕلہٕ چھٕلہٕ پیٚومُت
کِنہٕ شہجارَن کاڈ چھُہ کوٚڈمُت
دۄہ دِش وۄسہٕ درۄسہٕ ییٚلہٕ چھا گاہٕز
صبحن شہلِتھ عام چھےٚ کرٕز
کِنہٕ شامَس بیٚیہ وۄ شلُن کھوٚتمُت !

تَنہٕ پیٹھٕ اَز ژھکھ بیٚیہٕ ژمکھیوٗمت

شِشرن بیٚتہٕ کرِ ڈیرٕ چھُہ وٕتھمُت

شامَس صُبحَس سو کھ کَمی مُچھمُت

سیٚزرِ وَتہٕ پکنَس ٹھاکھ چھُہ لوٚگمُت

وہ لہٕ اُسہٕ نیرَو

پوٚت وَن شیرَو

پھیرَو تھوَرو، نے ہیتھ نیرو

لولہٕ ہیتھن ہٕشدی مالہٕ مناوَو

آرہٕ پلس پیٹھ ڈاپھ تراوَو

وَچھ تُرِ اٗوِتہٕ سہ کھ دہ کھ باوَو

سینَن ہُند گَنٹہٕ کوٚش وُشناوَو!

# نظم

کیا ژیٚنے ترٛووُتھ

کیا پٔرزٕ نووُتھ

وَقتَن اَکھ اَکھ اَنگ اُبسووُم

ڈٔلکہٕ ژٕ کرووُم

ژَھاے چھیٚنہٕ بَس اَکھ ژھَلے چھیٚنہ پَتھ کُن

نَظرَن ہُنٛز تہٕ ژھ کوٚرٕ نہٕ نَب ووٕ ذٕ

وَقتُکی تاٲتِل اَتھہ پٔلزیٚمتۍ

بیاہِن آتَشَ

شوخ اَمارَن

کیا ژَھاران چھُکھ

کس پٔژاران چھُکھ

گرٕژھ پانَس ۔ وٲناکھ چھُھ لَسنُ!

# نظم

پھٔرکہٕ وُن دُنیا

پرٕ زھینون پان چھُہ کتھ وۄ شلیٛوٗمُت

واٲراگس برٕہہ

اڈ ند لوٗکہ نیتھہٕ نوٗن

میانین دادین کرٲری چھہٕ وُتھہٕ ہتّ

میون مرُن چھا زگتس ماتَم

شُنٛز چھُم باگس

لاٲنس ماتم !



# نظم

کم آۍ پَن

ژٔڈۍ ہتۍ شِشرَن

شور ہُچھ پیٹران میٹھِن ناگَن

مُشکے زَن مۄریو مُت باغَن

بُتھۍ نہنا آوِکھ

لَرِ لَرِ ساآوِکھ

وۄہ ۂ کَتھ وَنہٕ وَن !



# نظم

ییٚلہٕ تس شاہُرن اَچھَن منٛز دٔسہ

تمۍ سٕندی اَچھر وال دِن جہَار

کرٕزِ بمُن منٛز گٔنڈن تارکھ ژھٔپہٕ ژٕھارِ

تہٕ

سوٚنزلہٕ ہُندی سَتہٕ رٔنگ کرَن گتہٕ گیوٚر

وُچھُن اوس پوٚزُے

مگر تمہٕ وِزِ

یُس تَس میانِو اَچھَو وُچھ

تَس لگہٕ وۄنہٕ سٕدٕرس گرکھ

تہٕ

اَرمان کرِ نَس گٔنڈہٕ باشہِ!



# نظم

ہامَتہ

لتھ دِتھ یَتھ سَمسارَس نیر

فولآدی اَتھَن چھےٚ خوٗنۍ ترٚیش

وُنہِ چھےٚ ہرمُہ کھہٕ بٔتۍ کِنۍ اَکھ وَن چھیپ

وُنہِ چھےٚ وَسان تَتہِ ماپچھ کوٚل

گگرتھ تتٔےٚ بیٚنہ

چَھلنہٕ ییٚ زَنگارٕ

نیلیوٗمُت رَتھ بیٚیہ رَٹہٕ زنگ

ہامَتہ

یِنہٕ سأیتھ بجلی گاشَس متر راوی وَتھ !

# نظم

چون مُبارک ہۆت مےٚ کٲسں پیٹھ
تھاوقدم ہے ہن کھنڈ کرٕ زیڈٕ

پانٕژن ڈٕہی لِین تار کٕرتھ آس
کاڑ کوٚڈم اَتھ کِتھہٕ کُنی ہیمہٕ بَب

لَنگ لَبِنجہ وٲہرِہِم تہٕرِس کھارِہم
مون زِبہٕ چھِہ ہتی کوٚ چھِہ للہٕ ناوِم

مون زِبے گھرٚ پیَش تل ساوِم
مون زِبتھ نُنی تَن وٕلِہ تاوِم

موٗن زِ واوِچ ناو نَکھس تُجٕ
مون زِ گامَن ہاے مُتھٕلِن تُجٕ



O

موِن زِ سُدرس پازٕ ژٕکس کور
موِن زِ لۆکن کوس اَچھَن ٹھۆر

تھاوِ قدم کتھِ مِبانہٕ ہناسَن
زہنہٕ یرٚ ونٹھے کمیٔ چھَلہ چھانگرٕ گرٕ

رٕتہٕ سٔری کمیٔ کوٚر میون جِگرٕ وَن
ژٕلہِ مُون آرِ تہٕ کمی دیُشَن ژٕہن

وُچھ کائیتاہ چھِم تالہ مَکرٕ ہیتھ
کینژو دیُت ہم ہمزادَن ژٕہن
کینہہ گیٔ ہنگہٕ منگہٕ خانٕ مشٕوَند

کینہہ گیٔ لۆکہٕ کتھَن تھو وُکھ کَن
گرِ یَتہٕ گرٕ ہیوت نارٕ تھو دِیُن

بوزان چھُکھ کیا چھم گنُدر لوٗمُت
شہرس شہرس وَچھ کر ہُنیوٗ مُت
گامَس گامَس شام سَپُدمُت

آدمی وَنہٕ منٛز اَکھ اِنسان گوٚژھ
بیتھٕ چھِنہٕ دوٚہ تی ہے کانٛسی فرصت
اَلنفسی ہُند عالَم گوٚمُت
تہٕ تِہ چھُک شاید اَندٕکن پیوٚمُت

جانا وارٕ ژٕ لی ٹاس یَکھن دِتھ
آلِبن منٛز وُچھ ژال چھُھ زلِرن
آشہِ کلِبن وُچھ ہاشہِ پھُلے چھم

# نظم

وُنہِ چھکہٕ تتیٚ نے تتھیٚ ناگس پیٹھ

یٚتہِ نس سمکھیٚے ۔ خابہ ہلم ہیتھ

سند حبہِ ڈلن اوس سونہری وردن

کُس نام یتہ آو تہجٕ والنس پیٹھ

خوابن ہشنز ما کانہہ کرٕ پتہٕ کتھ

پتہٕ اتھہٕ ولبسریوے

چھکرٕ تھہ خوشبوے

○

کالکٕ بتہٕ چھُم یاد میٚے سٕے شب

بوزِنہٖ بلس جوٚر اَسہِ تارکھ نب

اَکہِ اَکہِ وُچھ اَسہِ گامس وٚون دِتھ

خوابن ماچھک تھوٗ مژرسن دِتھ

خوشبوٗ یہ کوٚر پتہٖ معطر اوند پوٚکھ

اُتھی منز مونگمے مانے خوابن

واشس ژٕ کڈ کڈ وعدٕ قرارن

یاد چھُیا ژے وڈ نتھم کتھ ژٹ

دم پھُٹی تارکھ

گاہ چھکرٕ اوان

پانس انہِ گوٚٹ

○

نتھ وَن چھُپہ مٔنز

بارٕ کلٕبن تل

دلہٕ دُبہٕ راہن کنُیہ ماگوژھن

پتہٕ ییہٕ مونگمے مانے خواین

نہٕ - نہ یَتہٕ نہٕ

یٔتہٕ چھُنہٕ وارے

یٔتہٕ چھہ ہُشارے

شُبرات تامتھ مُلہٕ رنزٕ رے مسٕژ

پوشن ھنٕز نوٗژ لاٗو ردہ بٹہٕ تن

ماگرٛھِ رہم

نہ۔ نہ۔ یتھ نہ۔

○

نٲرس تل ماوس کھنی وٕنہٕ

اکھ جانا ور

باشہٕ کرٲن لبس

انہٕ گٹہٕ منٛز مییٚ خوابیچ کنھ نُج

نہ۔ نہ۔ یتھ۔ نہ

نٲرس آب چھ شیشہٕ پٔھر وُچھ

شیشس کتھ ہیکہٕ یارٕ بہٕ برٕم دتھ

نہ۔ نہ۔ یتھ۔ نہ

سورےگڑھِ توٗن

○

سورےژُنیِ یانندِرانٛدرمٔس

زٕوُن تہٕ نار کھتامتھ بے حِس

ژھوٚپہِ منٛز مونگمے

زندگی ہنٛد سوٚد کھ

میون اٚندراوس پیومت وتہٕ پیٹھ

خوشبوے ژھاران خوابن ہنٛز وٕنھ

بوزان چھکھ

اَسہِ انہِ گٹہِ کیا کرِ

انہ گٹہِ چشمن

شیشہ ژٕرے زونان

گاسہٕ کرٕ ٹاتانٛ

نٔنۍ نٔنۍ باسان

وٕنہٕ نہٕ وٕنہٕ نہٕ

وٕنہٕ گوٚ پراٚرُن

اُچھی چھیم کوٗرٕ نتھ

کٔرِ مٔتے اہٕ پٕن

پوشہٕ گونٛدازن

یارٕ ژٕ خوابن

بٕنہٕ ووٚنی دکھٕ ژٕ ھین

پتہٕ کٔس وٕنہٕ وٕن

# اکھ خط

ٹاٹھیہ گوبرِ

امریکس منزٕ آسہٕ شین پیوان نوٚن دوہن

کشیرِ ہندی پاٹھو

دارِ بن تانی

جانا ورچھا سفید مخملی ژادرِ پیٹھ

پنجن ہندی نشانہٕ تراوان

زمانہٕ مکانہٕ کیو حدو اپور

○

سٹرکو پیٹھہٕ آسن شین ٹلان

بل ڈوزو ستی ــ سفید ژادا دوٗتھ

سٕتٕرکہِ ہنٛدی سٕنٛز اکھ

نٕنٛ کٕڈنہٕ باپت یا ماچھہِ نہٕ تتہٕ سٕتٕرکن داغ آسان

○

میٛے چھُ پورٕ اندازٕ

رٕیچھِ آسہِ وونی زوٕ دوکرٲن

ونہٕ شینس منٛز بندے گژھان

یٚتہٕ دِلہِ منٛز

چھُس دارِ برترٕ ٚپرتھ بہتھ

یُتھ نہٕ کُنیہ ووبہ یاژٕ رنہٕ کٔنی سٕریہ اژٕ

ٹُسٕ نارٕ چھُہ ژھٹان

○

ہرگاہ ژٕبے لوکہِ چار یاد آسی

ژِ تہِ اوسکھ گرِ گرِ ژھپ دِ نھ

نہبر نہران وندس تہٕ

سفید مخملس پیٹھ ہکُن ہوان

شینس پیٹھ ہیتی ہِ تم چانیٚ قدم چھہِ

میانس وُجوٗدس منٛز کُنھ

مگر یم قدم چھہِ ازٕ

میانہٕ نو کھورو کھوتہٕ بڈی گاٖتی

راتھ شامنے اُس سۆوننان (ماجی ولنوس)

بھیہ وُچھم سوپنس منٛز

پتہٕ اوس تس

چون بُتھ اُچھن تل

راتی راتس اُس کتھ کران

چانہِ ببہ دٕدھ چینچہِ

نہٕ تمہِ دودھ بوتلہِ ہٕنٛز

یتھ دودھ ڈٔلی ڈٔلی موکلان اوٚس

سوٚ چھُے بے زان ۔ تَس چھُنہٕ خبر

زِ زٕ چھُک ووٚنی سو بوتل چوان

ییتھ نہٕ دٕدھ موکلانے چھُہ

ووٚنی آسکھ زِ یژھان

زِ بہ گژھہِ ژٔے مٕنٛز نیٚرن

چانٛس کریڈٹ کارڈس پیٹھ

تمہِ دابرکہِ حدٕ نٕبر



# باغ

یہ باغ چھُ سون اُسہ وُن  اَکہ پوشہ وَن ژوہ پاَری

وَنہٕ وان چھہِ جَل تہٕ بُلبُل

کوٚستوٗر ہرٕ ہاَری

وُژھ ہکچہ بالہٕ تھدِ کوہل  ووہلہ تراو بونہٕ تَل زوہل

سونہٕ پھُلیہ کُس کرٕ ہوہل

آرس چھنے بے قراری

پھمب زَن چھُ تازٕ سبزٕ زار  شہلیتھ وو ندس چھُ ترٕ نیار

پاں ژادرٕ زن چھنے زَن لار

ہکہٕ دُنیایہ پراَری پراری

گِلہ لوٚڑی تیٚج شُلی کاَر  ہِمبر زَلن چھنے ماتاَر

سُلہِ ٹیکہِ بٹنہِ کوٚر ساَر

بروٚڈ پھول تہٕ ژوہل کپاری

بُتھ پٔروٗن چھُہ شبنٕہ بالن	مَس شبنمک چھُہ پیالن

کرٕ توٗ خبر غزالن

لوٗگ سأل ڈل بہأری

سنتورو لسنس آو	رنگہٕ اُتساسہ سانہٕ برٕژاو

سوٗ رگس چھُہ تازٕ پأراو

چھاوُن چھُہ یخنتیأری

لوٗگ جُشنٕہ مَنزٕ نٕشاطس	وو شلان چھُہ بُتھ پرٕ باتس

گوٗ وندٕ گال کھاتس

کرٕ سوٗ نزلہٕ جلوٕ کأری

○

کرِم پوشہ پُوزا منے تھہندِس اُمارس
کنَن گوٗنہٕ لوٗلُک صَدا بالہٕ یارس
ہیو واوٕ وَنتَس منے گاہتی بستم چھم
قرارُک سو کھیے ما منے چھُم بے قرارس

○

وُچھِم ساقی سُلی مَس بأگراوان
پھِران مَلر لوٕ تہٕ شوقن ودگہٕ راوان
ووندس شہجار چھُس نَظرن ترأوتھ
تِمُس سیتَن چھِ چھوی منی باغ چھاوان



# مُتفرقہٕ شار

تَنہٕ چھُس چونُے دوُکھ للہٕ وان
یَنہٕ لوَلَس کھوٚت نوٚ عنوان
وزِ وزِ کوٚزنَس وقتَن بگیر
میٖتہٕ آسی نَتہٕ کاَتیاہ اَرمان
موٚت اوس بُروٚنہہ بُروٚنہہ گُلمُوران

○

دِلَس خوٚشی چھےٚ دُلیتہٕ اضطراب ہیوٚ کیا تھام
وُچھان چھےٚ چشمہٕ وُتھےٚ سراب خواب ہیوٚ کیا تھام
کیاَرِی آیہٕ سوٚ کوٚت درایہٕ زانہٕ حوٚ دلے مگر
ہواہٕ گرآیہ بنے وایہٕ نیوٚ ڈیٖتھ گوٚلاب ہیوٚ کیا تھام

○

شوقَن ہُند رَتہٕ داَوی شہر چھُم لاگتھ ناَلی
اُچھی نَنر روٗچھمُت تھاہہٕ جنگل چھُم لاگتھ ناَلی
نار لگتھ تَتھ لیکَنَن وُنہٕ چھُی جوش برٕیہان
تمہٕ وِزِ کس زَن کیا ہیوٚہ گُدرِ لو اکھ اکھ ژیوٚہ چھُم لاگتھ ناَلی

○

کتہٕ دوٚبہٕ راوَن پَنُن کُنبر
ہرسُو ییٚتہٕ ووٚتھ مُت محشر

○

